# کلامِ رنجورؔ

موسوم بہ

# ژِیٹرٕ گگرائی



ع۔ س۔ رنجورؔ کاشمیری

زیرِ اہتمام:-

پیرزادہ غلام نبی جیلانی نیلورہ چودری باغ پلوامہ کشمیر

بارِ اول ۱۰۰۰

(انشاط پریس)

قیمت ۲/۱

وُزُن ہیوٚت سوٚنتہ کیٛو ساز دِگر زُن ہیوٚت زیٛترٕ گگرایو
وُزُن ہیوٚت نارہ وُز جیوٚ وُز ملو ہیوٚ گاشہ اسمانس

## دُوہ اکہِ نیٚرہ نُن

پردہ ژُٹ ژُٹ دردہ سوزُک نار دُوہ اکہِ نیرہ نُن
عاشقِ دل خستہ سُند آزار دُوہ اکہِ نیرِ نُن

کُس عشقُک کُس شوق کُس رنگین حُسُن لُسُ اَز گھٹتھ
وقت یِتھ دِیہ جلوہ آخرکار دُوہ اکہِ نیرِ نُن

دامہ جیٛو از تام لُسُ وقتن جنونک خُون میون
جامہ وُزہ لاوِتھ ہنتھ گُلنار دُوہ اکہِ نیرِ نُن

دِل خیالن سُند اِرادن سُند ثمر سوزُک اثر
جُوشہ وُن ژھٹہ مارہ وُن نبہ نار دُوہ اکہِ نیرِ نُن

فرشہ والیٚن ہُنز نظر وُوِتھ چاک کرہ عرشُک جگر

آہِ مظلوم بر سرِ پیکار دوہ اکہ نیرِ نن
وُزملن ٹنبلین، طوفانن، ولولن ہُنٛد شور و شر
انقلابک دِل کنوی یلغار دوہ اکہ نیرِ نن
دردہ ببریٛن ہُنٛد دِلک ارمان لولک آرزو
زرد روین ہُنٛد دلک وزجار دوہ اکہ نیرِ نن
دوٗر تقدیرن گھرِ ہن کھیئر لوٗر ہرِہ تدبیرنی
پوٗر گرِتھ رنجورہ سُند گفتار دوہِ اکہ نیرِ نن

## رُباعی

شوٗپ دِتھ یوٗلیس ہیکیاہ کانہہ ہلوانا پتھ رٹِتھ
صُبحکس واوس تھوٗیا کانہہ باغوانا وتھہ رٹِتھ
ہوٗئن و ویتھ سیت زوٗن چھا زاہ کھوژمرِ تھہ فیرمُرِ
نبہ ملیس ہیریس ہیکیاہ کانہہ پردہ تراویتھ بُنہ کھٹِتھ

# غزل

پھولن لوِہ سونتہ باغن گُل ژلن غم بلبلن سارٕی

بلن چھوکھ لولہ بیمارن علیلن دُور گژھہ خواری

کجر ژلہِ کم زبانن زلوہ قمر کستور ہیئن بولن

ہجر ژلہ قسمتن بختک بحر لبہ سانن ناداری

مزدورن گرِ لیستین کھسہ بوش ڈیکن ہرہ نور [illegible] تقدیرن

وُدھن تھود فاقہ پھر سیمبلن مِٹاون گرِ بیٹھہ زرداری

نیشبر ژلہ گاش بییہ چشمن چمن کرہ دیدہ وریدا

دلس ژلہ داغ گلِ لانس پھولن گل رنگِ گلناری

شک زنگارہ ژلہ سنگرن کوہن بییہ تاف انصافک

جلن فولہ پوشہ جمہورک تہ نورک جلوہ گژھہ جاری

کنوی گژھہ دُن جہانن شن جہاتن منز کنوی دنہ ساز

کُونی آواز گژھِ شہرن تہٕ گامن فیرِ بیدار؟
نبس اژہِ تھر زمینس لرزہ گژھِ لگِہ ولولن تلہٕ تراوٕ
بُلبُل تبہ گرئن گرزٕن زِ دلانہ ظالِمک سینن وِستہٕ سأری
تلُن کلہ اہرہ نیمئت تنبہ لیمٔت بانبر ہمیٔت لکھہ
وِتھتھ تھو دگیرہ تراون ظالِمن انٛد انٛد سینن سأری
تمنا آرزو منیرن دِلک ارمان رنجورس
تیلِ یلہِ راج کرِ مُفلس کلس دِتھ تاجِ سر دأری

---

# رُباعی

ہیو تھکنتھ آفتابہ یدوئے ازدوہک منزل ژِتھ
دُورِ ہیتھ آمُت مسافر بیوٹھ زن بالن گھٹِتھ
تھو یقین لوِہ عزمہ سان لُو لُو رِہنیتھ نو جوش ہیتھ
نیرِ لوِہ چکہِ چاوہ بیہ صُبحُن شُبک دامن ژِٹتھ!

# یکان چھُو کاروان سوٗن

تھدان چھُو از بڑان چھُو از شہران چھُو کاروان سوٗن
یکان چھُو کاروان سوٗن

اسیے ڈیکِن لیکھیتھ چھُو از یگاہ چھُو نو جہان سوٗن
یکان چھُو کاروان سوٗن۔ تھدان چھُو اَز
ستھاہ چھِ بے شمار کامگارئیس گمار ایئس
مزوٗر کاشتکارئیس
چھِ دھوٗپ تہٕ چھپان کھار ایئس گمیل تہٕ نانگار ایئس
سمِت چھِ یار یار ایئس

اسیٔ ڈیکِن لیکھِتھ چھُو اَز یگاہ چھُو نو جہان سوٗن
یکان چھُو کاروان سوٗن۔ تھدان چھُو از
اسِی چھِ تم یمو ظلم ستم چھِ بارِہ ژالمت

بتو اسے چھ گاٹلمٕت

اسی چھ ترِ ہمو سمندرن چھ پان والمٕت !!
اَسے چھ لعٕل کھالمٕت

اسے ڈیکن لیکھتھ چھوٗ ازلگاہ چھوٗ نوٗ جہان سوٗن
لکان چھوٗ کاروان سوٗن۔ تھدان چھوٗ از۔

اسی چھ ترِ ہمو علم ادب چھ برزہ لأوٕمٕت
اسے رِچھتھ چھ تھاوٕمٕت

اسِی چھ ترِ ہمو نوِی نوِی چھ ساز ہاوٕمٕت !!
اسِے چھ رازباوٕمٕت

اسے ڈیکن لیکھتھ چھوٗ ازلگاہ چھوٗ نوٗ جہان سوٗن
لکان چھوٗ کاروان سوٗن۔ تھدان چھوٗ از

اسِی چھ ترِ ہمو سامراجیت مِٹاوٕمٕژ چھ
اَسِے چھ چھندرلوٕمٕژ

اسی چھ تِم ہمو یِہ زندگی چھ زِندہ تھاوُمژ
مرِتھ زُوِتھ بچاوُمژ

اسے ڈیکن لیکھتھ چھُو ازلگاہ چھُو نُوجہان سوٗن
پکان چھُو کاروان سوٗن تہٕ تھدان چھُو از

اسی چھ تِم ہمین ہنٛدٕین اتھن چھُو سوٗن تہٕ روپہ ہران
کتھن ہمین چھ دُر ہران

اسی چھ تِم نوٕیٕ سینٛرن وتن چھ چھُنہٕ ہم جبران
پژِس چھ پژھ تہٕ پژھ بران

اسے ڈیکن لیکھتھ چھُو ازلگاہ چھُو نُوجہان سوٗن
پکان چھُو کاروان سوٗن تھدان چھُو از

اسے چھُو غیرتک تہٕ ہمتُک کمال ہووُمُت
ظُلم چھُو تھہرہ ترٕوُمُت

اسے چھُو خونہٕ سیٖت رُوس چیٖن تیوتھ تھوُمُت

جہان چھُو تنبہ لوُ مرُت

اسے ڈیکن لیکھیتھ چھُو ازپگاہ چھُو لوُ جہان سوُن

پکان چھُو کاروان سوُن تھدان چھُو از

اسِی چھِ تمِ ہمین دُ چھتھ وستھ چھِ جن تہ دیوِیوان

دلیوان اسِی چھِ رتھ چوان

اسِی چھِ تمِ رنجوُرہ شند گیوُن چھِ ہمِ سِمتھ گیوان

چھِ معرفت تہ مس چوان

اسِے ڈیکن لیکھیتھ چھُو ازپگاہ چھُو لوُ جہان سوُن

پکان چھُو کاروان سوُن ۔ تھدان چھُو از

## نظم

مجبوُرن ھِرہ تقدیرن نوُر

ولِیس قلعہ پیٹھ گرِتھ زنجیرن سوُر

ژلہِ یلہِ گٹہِ فولہِ لوہِ صُبحُک نورُ
ژھٹہِ نورُ چھ گژھِ کوہِ طورن سوُر

یلہِ سور گچھِ حورہ الہ راون دوُر
تیلہِ بنیبر زلہِ بیہ رلہِ بمبوُر

یلہِ سازس میانس تارہ سمن
یلہِ تالہ رلن سیود زیرہ بمن
یلہِ نوروز دِو اَنہ طرفِ چمن
بلہِ بُلبُل دُجھ لؤ بوشہ چمن۔ یلہِ عاشق بیہ معشوق سمن
تیلہِ رخصت گژھ فکرن تہٕ غمن

یلہِ جمنا سنیدہ گنگا یہ رلن
یلہِ وُولرن کوُلہ رُودہ نیلہ رلن
یلہِ جوٗئن نہٕ نارن آرہ بلن
گژھ یکسان گھسہِ طوفان ڈلن

یلہ پوہس ژٕہ ماگس باغ پھولن
تیلہ لالن جگرس داغ ژٕلن

یلہ سمسار سمہ سمہ ژٕلہس سئت
یلہ رفتار رلہِ گفتارس سئت
رلہِ مظلوم کنتھ نادارس سئت
گژھہ شورش میول یلہ نارس سئت

تیلہ دۄدہٕ وینہ رلہِ سبزارس سئت
فوٗلہِ سبزہ پوشن یلہ گلزارس سئت

یلہ گٹہ زوٗل ژٕلہِ ییہ کھورین تاف
کٔڈہِ ظلمس جبرس لنجہ انصاف
وۄتھ بے زر کڈہِ زردارس ناف
ادہ پوٗز گژھن رنجوٗرین لاف
تیلہ گنہو نشہ گژھہِ عالم صاف

یَنہ انصاف جاری قاف تلہ قاف

# غزل

متیو مستانہ چھکھ ڈیوانہ پانس
ذرا سن زندگی سندِس ترانس
عرق چھیوٗٹ گلرخن شبنم گلالن
ورق لوٗگ فِرنہ دِلکس داستانس
چھچوٗ چشمن منز لوٗیَ خمارِ حسنس
عشق لوٗگ سِنہِ ازنیس فسانس
وُکھرزن دلیت امارِ ولولہ نارس
روخن سُرخی ڈلیس کھُر ذرِیمہ زبانس
سکھر لَیح ولولن دِلہ کیٔن حبابن
مُژرِ گنڈ زلزلو جوشس طفانس

وڈٔ ہیٹ ڈِینگ وادن کالہ ابرس
ژٹن مانال وُزملہ آسمانس

فگارو نارِ دیوٗت صبرس قرارس
رنجورس شاعرِ آتش زبانس

## مہ کرزہ انتظار

ژہ وُنی سکھرِ ژہ وُنۍ مہِ کرزہ انتظار
مہِ وُچھ مے کنٛ مہِ وُچھ مہ کرزہ انتظار

پکھن سٹھاہ سٹھاہ پکن پکھن سٹھاہ چھُ دوٗر
قدم ژہ تُل قدم چھُ دم غنیمتھۍ مہ پرار

ژہ چھُ کھنہ چھُ کھنہ لسن کنوٗ ژہ چھُ کھنہ بوز
ژہیہ سیٹ چھ آتشین سرود نغمہ بے شمار

ژہیہ سیٹ چھ زندگی تہٕ زندگی چھ از ژہیہ سٹ

ژھہ سیٔت چھُو کاروانِ انقلاب پُرخمار
ژھہ سیٔت چھُو لۄشہ وُن جنوُن نہ جوشہ وُن جمال
ژھہ سیٔت چھُو شولہ وُن حسُن عشق تہٕ لولہ نار
ژھہ سیٔت چھُو اضطرابِ انقلاب کامیاب
ژھہ سیٔت چھہ از شباب ؤ پیچ و تاب ہیتھ امار
ژہ پانہ تِتھ تہٕ ہمتھ جوان طُفان ہیُو طفان
ژہ جوش چھک جنوُن چھک ژہ نوُر چھک ژہ نار
ژھہ سیٔت چھہ تازہ شاعری تہٕ ساز ہیتھ رنجوُر
چھُو چیون نوٚ زمانہ نوٚ صبُح تہٕ نوٚ بہار

---

## غزل

ساز لولُک وزنہٕ لگ آواز نوٚ لیئہ تراوہ نے
نوٚ ہمت لو روز آیٔ نوٚ سوز بیہ وُز ناوہ نے

فُٹہٕ شُوشَر کٔٹھ کوٗش گلِتھ گژھِ تُلکَتُر بیرازدراو
واوسونتک آو چمنن گلشنن فولہٕ ناوہ نے
کُزل ہیوت وفتن کرُن یتھ ظالمن ہند گوسیاہ
ووُنل ورزُن واو لگُ سنگرن کوہن الراوہ نے
زور گیہ کم جہلنس گو دوٗر یکسانُک شروع
لگ سیزرِ رہبر بنتھ یز رس نیٔس وتھ ہاوہ نے
کینہ حسدک فضیہٕ ژٹھ سمعیس چھُو سمہ ژارُکھ تلاش
سینہ منزٕ یتھ لول آدِ بیہ محبتس منہ ناوہ نے
باگِہ لیس آمُت چھُو انسانس بجر یکسان لگیٔر !!
سوی بنُن آدن چھُو درامُت آدمس پرکھاوہ نے
مُت خیالاتُن صولاہ یتھ چھُو لوٗت آمُت رنجور
نیائی دو گنیارُک ژٹھ کنیرُک بجرنہٕ راوہ نے

# خوشخبری

اس کتاب کے علاوہ

رنجور صاحب کے

دیگر تصنیفات۔ بانگ۔ انقلاب کشمیری۔ بانگ انقلاب اردو۔ جہاد حیات۔ روح آزاد۔ کلام رنجور۔ عید نمبر اور نئے نئے نظمیں۔ غزلیں۔ ڈرامے وغیرہ اور ترقی پسند کتابیں ہم سے بہ نرخ ارزان ہر وقت مل سکتے ہیں۔

جی۔ این جیلانی نیلورہ چودری باغ پلوامہ کشمیر